याचे न कंचन न कंचन वञ्चयामि
सेवे न कंचन निरस्तसमस्त दैन्य:।
श्लक्ष्णं वसो मधुर मार्द्वि भजे वरस्त्री
देवि! हृदि स्फुरति मे कुलकामधेनु: ॥१८॥

کانسی منگہ نہ بیہ کینسی تارہ نہ بازی عارچھ تراوہ کرنہ کینسی سیوا
زاول وستر دارہ کھمہ موٗدری چیز اچھ رچھ نبی سیت کرہ کھیلا
یلہ ماج بوانی ہردیس منزمہ روزک تلہ میانی کامنایے سدھ سپدن

शब्दब्रह्ममयि! स्वच्छे! देवि! त्रिपुरसुन्दरि!।
यथाशक्ति जपं पूजां गृहाण परमेश्वरि! ॥२

ہی شبدروپی نرمل سروپی ہی دیوی ہی ترپورسندری
کریتھا شکھتی مہ چانی پوجا کرسوٗیکار ہی پرمیشوری

नन्दन्तु साधका: सर्वे विनश्यन्तु विदूषका:
अवस्था शाम्भवी मेऽस्तु प्रसन्नोऽस्तु गुरु: सदा ॥

وزتن شکھی ماج سادھک ساری یم دوشٹھ آسن تم گلتن
وروپ اوستھا متہ ماج بنتن گورہ دیو سدا مہ پٹھ پرسن روزتن

दर्शनात्पापशमनी जयान्मृत्यु विनाशिनी ।
पूजिता दु:ख दौर्भाग्यहरा त्रिपुरसुन्दरी ॥

درشنہ پاپ ساری چھی گلان چانی جپہ مرتیو چھو ناش سپدان
یے کن پوٗجن مہما گیوہ کن چھوس دوکھ دُربا گیہ دورچھیس گژھان

नमामि यामिनीनाथ लेखालङ्कृत-कुन्तलाम् ।
भवानीं भवसन्ताप निर्वापण-सुधा-नदीम् ॥२३॥

نمسکار چھوس کران یمس کیشس منز چھ     چندرمہ پہ زلان راتز و دن
سمسار دُوکھن چھک نِواران ژئی     امرت ندی ھندی پرواہ سیت زلن

मन्त्रहीनं क्रियाहीनं विधिहीनं च यद्गतम् ।
त्वया तत्क्षम्यतां देवि! कृपया परमेश्वरि ॥२४॥

منتر ھین آست کریا ھین آست     ودھی ھین آست ئی کینچاہ پہ دُوم
تتھ سارسئی ہی پرمیشوری     ژئی کرپایے کن عارتس مہ ماج بخشُم



## अथ अम्बस्तव : ॥

ॐ नमो जगदम्बिकायै ।

---

यामाऽमनन्ति मुनयः प्रकृतिं पुराणीं
विद्येति यांश्रुतिरहस्यविदो वदन्ति ।
तामर्ध पल्लवितशंकर-रूप - मुद्रां
देवीमऽनन्य शरणः शरणं प्रपद्ये ॥ १॥

یس مُنیشر آدِ پرکرتی مانان — یس ونان ودیا وید رهسه زانه ونی
تس شیونا تھ سنز اردانگی یوسه — شو بھائی سُنس جگتس چھ رچھونی
تس آمُت به ایکاگر چِت بنِت — چھوس پیوان تس پادن پیٹھ پرن

अम्ब! स्तवेषु तव तावद्ऽकर्तृकाणि -
कुण्ठी भवन्ति वचसामऽपि गुम्फनानि ।
डिम्भस्य मे स्तुतिरसावऽसमञ्जसापि -
वात्सल्य निघ्न हृदयां भवतीं धिनोति ॥२॥

ہی ماتا چانی توتا کرنس پیٹھ — برهما واتی تی جدھ بناتی
مه شر سنزی توتا بدِ چھی توٹ پھوٹی — بلونائے کِن ہر دیس ژه تُسکھ دیوانی

व्योमेति बिन्दुरिति नाद इतीन्दुलेखा
रूपेति वाग्भवतनूरिति मातृकेति ।

निष्यन्दमान सुखबोध सुधा स्वरूपा
विद्योतसे मनसि भाग्यवतां जनानाम् ॥३॥

چداکاشہ روپ کرِ نادبند روپہ کن　　چندرمہ کلاہش چھک ژہ یہ زلان
وانی ہُند شبد روپ چون چھُو آسوُن　　شُکھ تہ گیان امرت ژہ نشہ نیران
چمکان چھک تس منز ملنس ژہ پلنئے　　جگتس منز آسہ یوس بہاگوان

आविर्भवत्पुलक संततिभिः शरीरै-
र्निष्यन्दमान सलिलै र्नयनैश्च नित्यम् ।
वाग्भिश्च गद्गद-पदाभि रुपासते ये
पादौ तवाम्ब! भुवनेषु त एव धन्याः ॥४॥

آسن یس روم اوتھ دینہ شریرس　　اوشہ آسس نترو نیران
وانی کن پد پری گِت گچھ گچھ　　یادن ژہ آسہ یُس پوجا کران
تس ہیو کوس سنا چھو تریلوکی منز　　ترن بونن منز سوی چھو بہاگوان

वक्त्रं यदुद्यतमभिष्टुतये भवत्या-
स्तुभ्यं नमो यदपि देवि! शिरः करोति ।
चेतश्च यत्त्वयि परायणमम्ब! तानि
कस्यापि कैरपि भवन्ति तपो विशेषैः ॥५॥

مُکھ یس آسی اودلو گہ سُتس　　ہی ماج چانی توتا کرنس پیٹھ
شیر پسند وی آسہ گری گری ہی موج　　ژی کُن نمسکار کرنس پیٹھ
مَن یس لگمت آسہ موج ژی کُن　　سُمرن کری چون راترو دن
آسی کانہہ شُو بہاگوان کمتا نیہ خاص تپ کے　　پُونیہ کن روزی گری گری چھی شرن

मूलालवाल कुहरादुदिता भवानि !
निर्भिद्य षट् सरसिजानि तड़िल्लतेव ।
भूयोऽपि तत्र विशसि ध्रुवमण्डलेन्दु -
निःष्यन्दमान परमामृत तोय रूपा ॥ ६॥

مولادارٕ نشہ دراٚچ تہٕ رشہ ہمپوشس چیٚٹِتھ بجلی ہندی پاٹھی ہیٚر کُن کھسان
سہسرڈلسی منز اژرت نورہ نیران امرت وانی روُپہ بُن چھی واتان

दग्धं यदा मदनमेकमनेकधा ते
मुग्धः कटाक्ष विधिरङ्कुरयां चकार ।
धत्ते तदा प्रभृति देवि ! ललाट नेत्रं
सत्यं ह्रियेव मुकुली कृत मिन्दु मौलिः ॥७॥

یلہ زُول کامدیو اکھ شیو ناتھن اکہ کٕٹاکھی تتھ کیت اُوپدا وِتھ
تنہ پیٹھ مہادیو منز للاٹُک نتر شرم کرِ اوڈُوئی نتر چھُومُوژراوِتھ

अज्ञात संभव मनाकलितान्ववायं
भिक्षुं कपालिनमवास समद्वितीयम् ।
पूर्वं करग्रहण मङ्गलतो भवत्याः
शम्भुं क एव बुबुधे गिरिराजकन्ये ! ॥ ८॥

نہ جانمتی جنم سُس کولہ سُس بھکیو ننگیٚ تہ دوییُمی روس ژھنت کلہ مال
چانی وواہ برونٹھ ہی ہمالہ پُتری کُس اوس زانان شیو سُند حال

चर्माम्बरं च शवभस्म विलेपनं च
भिक्षाटनं च नटनं च परेत भूमौ ।
वैताल संहति-परिग्रहता च शम्भोः
शोभां बिभर्ति गिरिजे! तव साहचर्यात् ॥९॥

چرم پوشاک شمشان بھسما ملت    ژران شمشانن سُوبھیک منگہ وُن
بھوتہ کھل پرواز آسُون تس شیوس    شوبان تلہ یلہ ژہ سیت چھُو یکوُن

कल्पोप संहरण केलिषु पण्डितानि
चण्डानि खण्ड परशो रपि ताण्डवानि ।
आलोकनेन तव कोमललितानि मातः!
लास्यात्मना परिणमन्ति जगद्विभूत्यै ॥ १०॥

کلپانتک ناش نچُوناتہ گنڈو تا    تس بہادیو سنز چھی بڈ کریڈا
ساروی سویدلان سمپدابن منز    یلہ تراوان تتھ ژہ شُوبھ نظرا

जन्तोरपश्चिमतनोः सति कर्मसाम्ये
निःशेष पाश पटल च्छिदुरा निमेषात् ।
कल्याणि! देशिक कटाक्ष समाश्रयेण
कारुण्यतो भवसि शाम्भव वेद दीक्षा ॥ ११॥

جیوس کرمن سپدتھ شدھی    اکہ نمیشہ پھانسی سموتس ژہ گالان
ژُی چھک دیای کن گورُہ روپ بنتھ    شوشکھتی دیکھیا اُپدیش ژُی کران

मुक्ता विभूषणवती नव विद्रुमाभा -

यच्चेतसि स्फुरसि तारकितेव सन्ध्या ।
एकः स एव भुवन त्रय सुन्दरीणां
कन्दर्पतां व्रजति पञ्चशरीं विनाऽपि ॥ २२॥

مُختہ مالہ زیور رُودرہ مالہ چھُن چھُن    آسمُنیہ چھک ژہ موج شوبھا یمان
یُس پُورُشس آسہ سندھیا تارکو سُس    چون سروپ ییتھ ھیونت یا سان
تس پورشس تری بھونچہ یوگنئی    پانچہ کان زوس تی کامدیوہ سمران

ये भावयन्त्यमृतवाहिभि रंशुजालै-
राऽप्यायमान भुवनाम् ऽमृतेश्वरीं त्वाम् ।
ते लङ्घयन्ति ननु मातर् ऽलङ्घनीयां
ब्रह्मादिभिः सुर वरैर् ऽपि कालकक्षाम् ॥ २३॥

ہی ماتا یم ژہ سُروی آسن    امرتہ رویہ شُکھ دیوان ترن بھونین
تم ترن کالہ مریادہ بسے اپور    ییتھ ترُن کُھٹن برہماد کن تہ دیون

यः स्फाटिकाक्ष गुण पुस्तक कुण्डिकाढ्यां
व्याख्या समुद्यत करां शरदिन्दु शुभ्राम् ।
पद्मासनां च हृदये भवती-मुपास्ते
मातः! स विश्व कवितार्किक चक्रवर्ती ॥ २

سُٹکچ جپ مال اکہ اتھ دارتھ ژہ    پوُستک کمنڈل بیہ دون اتھن
ویاکھیانس ییٹھ بیاکھ اتھ چھو لگمت    چندرمس ھیو ہیوشش زن چھ آسن
یُس ییتھ دھیان کری چون موج منز منس    کوین ھند چکرورت بنان سو جگتس

बर्हावतंसयुत बर्बर केशपाशां
गुञ्जावली कृतघनस्तन हार शोभाम् ।
श्यामां प्रवाल वदनां सुकुमार हस्तां
त्वामेव नौमि शबरीं शबरस्य जायाम् ॥ २५॥

موریچہ مکٹہ سُس زہ چکونی کیشہ سُس — رُٹہ فلی ہار سُس ژہ شوبھا یُمان
چمکونی مکھ سُس تہ کومل اتھو سُس ژہ — تتھ شکار بائی روپس بہ پرنام کران

अर्धेन किं नवलता ललितेन मुग्धे !
क्रीतं विभोः परुषऽर्धमिदं त्वयेति ।
आलीजनस्य परिहास वचांसि मन्ये
मन्द स्मितेन तव देवि जडी भवन्ति ॥२६॥

ہی مہا سُندری چھک ژُی آسونیہ — منوہر نہ سُندر نہ تہ ہر جن
کیا ژی ہیتھن مولہ یتھ ھیو سوا می — لیس سخت بیہ کٹھور شیو چھو آسون
ویسن ہنہ اتھ ہاسی پوروک وچن — چانی کم اسنہ سیت موڑھ چھی تم بنن

ब्रह्माण्ड बुद्बुद कदम्बक संकुलोऽयं
मायोदधि - विविध दुःख तरङ्ग मालः ।
आश्चर्य मम्ब झटिति प्रलयं प्रयाति
त्वद् ध्यान संतति महा वड़वा मुखाग्नौ ॥२७॥

برہمانڈ ببر کھل بھرت ژی مایا سُدر — دُکھ لہرو سیت بر تھ آسون
آشچر چھو ہی موج ناشس چھو واتان — چون دھیان اتھ کہوُت چھو واڑوا اگن

दाक्षायणीति कुटिलेति गुहारणीति -

कात्यायनीति कमलेति कलावतीति ।
एका सती भगवती परमार्थतोऽपि
संदृश्यसे बहुविधा ननु नर्तकीव ॥१८॥

دکھ پتری ژئ مولادار داسنی
کیا تیاپین ژئ لچھی ژئ بیہ
چھک کونٔی آسِت ہی موج بھوانی

پرتھ گفای منز چھک ژہ روزانی
چھکھ کاوتی تہ ژئ بھگوتی
لبنہ چھک ایوان بہہ روپہ پچھانی

आनन्दलक्षणमनाहतनाम्नि देशे
नादात्मना परिणतं तव रूपमीशे ।
प्रत्यङ्मुखेन मनसा परिचीयमानं
शंसन्ति नेत्रसलिलैः पुलकैश्च धन्याः ॥१९॥

آنند روٗپی پرتھ چکرس منز
ابھیاسہ کن انتر مکھ منہ رکن

ناد روپہ بنی لیس یوہ نٔی دھیان
اشہ ٹسس کری دھیان سۄی بہاگوان

त्वं चन्द्रिका शशिनि तिग्मरुचौ रुचिस्त्वं
त्वं चेतनासि पुरुषे पवने बलं त्वम् ।
त्वं स्वादुतासि सलिले शिखिनि त्वमूष्मा
निःसारमेव निखिलं त्वदृते यदि स्यात् ॥२०॥

ژئ چھک موج بلانی چندس روشنی
ژئ چھک چیتن پورشس آسہ واتہ
ژئ سواد پانس اگنس شاکھتی

ژئ مہریس دوقی آسان
ژئ پورشس پہ ہمہز بل پاسان
ژئ روس جگت لشہ سار چھو روزان

ज्योतींषि यद्दिवि चरन्ति यदन्तरिक्षं

सूते जयांसि यदुहि धरणीं च धत्ते ।
यद्धाति वायु रनलो यदुदर्चि राऽस्ते
तत्सर्वं मम्ब! तव केवलऽऽ माज्ञयैव ॥२१॥

ہی ماتا سریہ چندرمہ تارک     آکاشس پیٹھ یم پرکاشں دیوان
شیشہ ناگ ییس گٹل پرتھوی داران     ہیگ یم رٗود جگتس تراوان
وایو فیران اگن چھو زوتان     تم سارٕی چانی حکمہ سیت چلان

सङ्कोच मिच्छसि यदा गिरिजे तदानीं
वाक् तर्कयो स्त्वमऽसि भूमि ऽरनाम रूपा ।
यद्वा विकास मुपयाति यदा तदानीं
त्वन्नाम रूप गणनाः सुकरी भवन्ति ॥२२॥

سنکوچ یژھا یلہ چھئے ژہ سیدان     تلہ ژہ موج من تہ بُدھ نرو کار بنان
یلہ وکاسس ایوان چھک ژہ ہی گرجی     تلہ چانی نام روٗپ نن چھ نیران

भोगाय देवि भवतीं कृतिनः प्रणम्य
भ्रू किंकरी कृत सरोज गृहाः सहस्राः ।
चिन्तामणि-प्रचय कल्पित-केलि शैले
कल्पद्रुमो पवन एव चिरं रमन्ते ॥२३॥

ہی دیوی سُکھ بایت بہاگوان     یلہ ژٕیٔ چھئی تم پرنام کران
تلہ چانی بمبہ حرکچ ہتن الچمی تہ     ساسہ بُزہ ایشورای چھی روزان
چِنتا منی رتنک سموہ بناومتس     کھیلی ہندس پہاڑس پیٹھ ہم کھیلان
کلپہ ورکھ ستیبو برمتن باغن     منز تم بیچ کال چھئی فیرانی

हन्त त्वमेव भवसि त्वदधीन मीशे ।
संसार तापऽमखिलं दयया पशूनाम् ।

वैकर्तनी किरण संहतिरेव शक्ता
धर्मं निजं शमयितुं निजयैव वृष्ट्या ॥२४॥

ہی ماج جوس سمسار دوکھ ساری
دوکھن ہند ناش ژہ مانتون چھو آسون
یتھ پاٹھ سر بہ چھوی پننی گرمی

چھس ژئی ناش کران دیا کن
دوکھ نورتی چھئی ژئی آدین
شرمادان پننی ورشنہ رکن

शक्तिः शरीरमधिदैवत मन्तरात्मा
ज्ञानं क्रिया करणमानस जालमिच्छा ।
ऐश्वर्यमायतनमावरणानि च त्वं
किं तन्न यद्भवसि देवि ! शशाङ्कमौले ! ॥२५॥

شریر چہ آسونی شکھتی ژہ آسونی
جیوہ آتما دھیان شکھتی کریا شکھتی
یتھ ہا شکھتی ایشوری پرپوار ژئی
کیا نہ چھک ژہ آسوینہ لیس سروپ شنوسنہ

وراٹ سروپ چھک آسونی ژئی
اندریہ شکھتی آسنہ شکھتی ژئی
گرہدین ہنز جاے آسونی ژئی
سوی سروپ چھک پری پورن ژئی

भूमौ निवृत्तिरुदिता पयसि प्रतिष्ठा
विद्यानले मरुति शान्तिरतीत शान्ता
व्योम्नीति याः किलकलाः कलयन्ति विश्वं
तासां विदूरतरमम्ब ! पदं त्वदीयम् ॥२६॥

پرتھوی منز نورتی کلا روپ ژئی
اگنس منز ودیا کلا ژہ آسونیہ
آکاشس ہمہ کلاے جگتس داران
تمو کلا بونشہ دور چون سروپ

جلس منز پرتھشٹا کلا روپ ژئی
پونس منز شانتی کلا ژئی
تمو نشہ دور چون سروپ آسون
تمہ نشہ موج دور روزان ژئی

यावत्पदं पदसरोजयुगं त्वदीयं
नाङ्गी करोति हृदयेषु जगच्छरण्ये ।
तावत् विकल्प जटिलाः कुटिलप्रकारा-
स्तर्कग्रहाः समयिनां प्रलयं न यान्ति ॥२७॥

ییتہ تام نہ پاد بوری چانی رٹن ہر دیس
ییم بحث کرونی اُلٹہ وادی
ہی جگت رچھونی تتہ تانیہ تم شک برتھئی
موڑھ بہاوُ تہند ناش کتی سیدی

यद् देवयान पितृयान विहार मेके
कृत्वा मनः करणमंडल सार्वभौमम् ।
याने निवेश्य तव कारण पञ्चकस्य
पर्वाणि पार्वति! नयन्ति निजासनत्वम् ॥२८॥

ییم یوگی پُرش پرانا پانہ یوگ  ابھیاس کرہ کرہ ییلہ پراون
اندر یہ کھیل تہ من آسک قرتہ ینمرُت  تم سواری کران پانژن کارنن

स्थूलासु मूर्तिषु महीप्रमुखासु मूर्तेः
कस्याश्चनापि तव वैभवमम्ब! यस्याः ।
पत्या गिरामपि न शक्यत एव वक्तुं
सापि स्तुता किल मयेति तितिक्षितव्यम् ॥२९॥

پرتھوی تہ پتھ مایا تتس تام
کونی مورتی منز ہی موج بوانی
برہما دکن تی چھونہ تتھ ہیوسامرتھ
تمئے وبھوتی ہندگن کرمہ گاین

یمہ تھولہ مورتی موج چھی آسال
چانی ہنش وبھوتی چھنہ باسال
گنُ چانی گیوتھ چھنہ تم تی کینہہ ہکا
معافی دیم مہ چھوس بہ آشا وال

कालाग्निकोटिरुचिमम्ब षडध्वशुद्धा-
वाप्लावितेषु भवतीं भमृतौघ वृष्टिम् ।
श्यामां घनस्तन तटां सकली कृतां च
ध्यायन्त एव जगतां गुरवो भवन्ति ॥३०॥

کلیا نتہ اگنہ پاٹھ گہہ سُس ہی موج
ساردئی بیہ قایم کرنس پیٹھ
ریم شامہ روپ سُندر چوان دھیان چھی داران

سمسار ناشس پیٹھ ژہ چمکان
چھک ژہ تلہ امرتک ورشن کران
تم موج جگتنک گورو چھی سیدان

बिन्दुं परां कतिचिदम्बर मम्ब! केचि-
दानन्द मेव कतिचित्कालि चिद्र मायाम् ।
त्वां विश्वमाहु रपरे वय मामनाम
साक्षादपार करुणां गुरुमूर्ति मेव ॥३१॥

کینہہ چھئی تہنز ودیا کینہہ چھئی آنند
کینہہ جگت ماتا ساکھیات حدہ روس

کینہہ چھئی مایا روپ ژہ مانان
دیا سروپ گورو روپہ اسی ژہ زانان

कुवलय दल नीलं बर्बर-स्निग्ध केशं
पृथुतर कुच भाराक्रान्त कान्तावलग्नम् ।
किमिह बहुभिरुक्तैस्त्वत्स्वरूपं परं नः
सकल भुवन मातः सन्ततं सन्निधत्ताम् ॥३२॥

کولیہ برگ پاٹھ چھک ماج ژہ چمکونی
سُندر کمر سیس سیتہ لون تماوتھ
زیادہ دنتھی کیا نیری حاصل جگتچ ماجی

دار مُرت ژہ ہی موج سُندر کیش
ہی موج آسونی ژہ جگتچ ایش
ستماکھ بہ دوز تم نت دم تیوتھ سندیش

*******

## सकलजननीस्तवः। पञ्चमः।

अजानन्तो यान्ति क्षयमवश्यमन्योन्य कलहै-
रमी मायाग्रन्थौ तव परिलुठन्तः समयिनः।
जगन्मातर्जन्म ज्वरभय तमः कौमुदि! वयं
नमस्ते कुर्वाणाः शरणमुपयामो भगवतीम् ॥१॥

نہ زانہ ون موڑکھ پانہ وینہ لڑ لڑ — اوش پاٹھ ناشہ بہاوس چھُیی واتان
یمئے منتہ وادی مایائی ہند نئی — گنڈ نئی پھستھ ڈولہ ڈولہ گڑھان
ہی جگت ماتا اسی جنمکہ جرُ — بھئے کہ تمہ کوی چھنے دمہ ژہ پاسان
آمت شرن چھی شنمکھ ہی موج — گل گنڈِتھ اِتھ ژہ کُن پرنام چھی کران

वचस्तर्कागम्य स्वरस परमानन्द विभव-
प्रबोधाकाराय द्युतितुलित नीलोत्पल रुचे।
शिवस्याराध्याय स्तनभर विनम्राय सततं
नमो यस्मै कस्मै चन भवतु मुग्धाय महसे ॥२॥

وانی کِن وچارکِن چھک ژہ موج نہ پراونی — چھک ژہ چیتن سروپ پرمہ آنند
یلی ادھ پلہ پوشہ دنتی [illegible]س — ژنی شوبھا یمان ییہ گیان تہ آنند
شِوس چھک آرادینی جگتس بڑھاوان — گیانہ کریا روپہ تنہ یاری رکن
نمسکار آسنے تتھ کتھاینہ تیزس — سارنی موہس اندر انان ژہ [illegible] یی رکن

लुठद्गुञ्जाहार स्तनभर नमन्मध्य-लतिका
मुदञ्चद्घर्माम्भः कण गुणित नीलोत्पल रुचम्।
शिवं पार्थ त्राण प्रवण-मृगया कार-गुणितं
शिवामन्वग् यान्तीं शबर सुहृदन्वेमि शबरीम् ॥३॥

رچہ فل ہار ژہ نالی تنہ بارِی نمتھی — زاوِل کمر لیس ژہ موج شوبھان
پھٹمتہ گومہ سیت گمہ قرژہ شوبونی — ییلی اوتھ پلہ پوشہ رنگہ چمکان
ارجنس رچھنے لس شیوس پتہ پتہ — دارمت تندکاری روپ لیس ژہ آسون
تتھ تندکاری بھائی رولیس ہی موج بوانی — گل گنڈتھ ژی امرت چھوسے شرن

मिथः केशाकेशि प्रथन निधने तर्क घटना
बहुश्रद्धा भक्ति प्रणय विषया स्वाग्रह-विधयः।
प्रसीद प्रत्यक्षी भव गिरिसुते! देहि शरणं
निरालम्बे चेतः परिलुठति पारिप्लवमिदम् ॥४॥

بحث کرون چھی مس کڈان اکھ اکس — لڑ لڑ متن پتہ ناش چھو سپدان
سٹھاہ پُرش بھکتی کن تہ پریمہ کن — شردھائی کن چانی پوزا کران
ہی ماج پرکٹ بن اسہ پٹھ پرسن بن — سنتوشٹھ بن اسہ روز بچاوان
اسہ چھی چنچل منہ سِس تھیہ روستی — تھیہ کراسہ موج تنہ چھی ڈولہ گژھان

शुना वा वह्ने वा खग परिषदो वा यदशनं
कदा केन क्वेति क्वचिदपि न कश्चित्कलयति ।
अमुष्मिन्विश्वासं विजहिहि ममाह्वाय वपुषि
अपथ्येथा श्चेतः सकलजननीमेव शरणम् ॥ ५

ہی منہ یتھ شریرس پٹھ نہ اعتبار — چھوی خوراک تی اگنک یا ہنکھی کھیوان
کمہ وقتہ کتھ جایہ کتھ پاٹھ کمہ طریقہ — ہیُی یتھ شریرکر کانہہ نہ زانان
میانی من گژھ شرن جگتچہ ماجہ کُن — شریرچ ممتا جلد ژہ ترٲون

अनाद्यन्ता भेद प्रणयरसिकापि प्रणयिनी
शिवस्यासी यत्त्वं परिणय विधौ देवि गृहिणी ।
सवित्री भूतानामपि यदुदभूः शैलतनया
तदेतत्संसार प्रणयन महानाटक सुखम् ॥ ६

آدانت روس بیہ بھید روس پریہ پروپ — آستھ تی چھک شیوسنز پریمہ روپ
ووداہ ودھی کن ہی دیوی چھک — تس ہا دیوسنز گراھنی روپ
ہی ہمالیہ پُتری جیون کران ژہ پیدہ — سمسار لیلا چھی چون جشنہ روپ

ब्रुवन्त्येके तत्त्वं भगवति सदन्यो विदुरसत्
परे मातः । प्राहुस्तव सदसदन्ये सुकवयः
परे नैतत्सर्वं समभिदधते देवि सुधिय-
स्तदेतत्त्वन्माया-विलसित मशेषं ननु शिवे ।

ہی دیوی کنہہ چھی ونان ژہ تتو روپ — کنہہ چھی ونان ست کنہہ است روپ
کنہہ چھی ونان تہند کھوتہ تہند کی موج — کنہہ دانا ونان ست است روپ
کنہہ چھی ونان انز واچ ژہ آسون — کنہہ ونان یہ ساروی چھو چون پھولنہ

तडित्कोटि ज्योति-द्युति दलित षड्ग्रन्थि गहनं
प्रविष्टं स्वाधारं पुनरपि सुधावृष्टि वपुषा
किमप्यष्टात्रिंशत्किरण सकली भूत-मनिशं
भजे धाम श्यामं कुचभरनतं बर्बर कचम् ॥

کرٗوره اوٗزملہ سمان چانی ونتی کٹھِنن شن گنڈن ژرٹھ چھک اژان
سو آوار چکرس بیہ توره نیران امرت ورشن شروپہ کِن وسان
38 کلاروپ جگت وِکساوتھ تنہ باری نمتھی کیش ژه چمکان
تتھ شامہ روٗپس ہی موج بوانی گرِی گرِی روزه ہا بو سیوا کران

चतुष्पत्रान्तः षड्दल भग पुटान्त स्त्रिवलय-
स्फुरद् विद्युद्वह्नि द्युमणि नियता भद्युतियुते ।
षडश्रं भित्त्वादौ दशदल मथ द्वादश दलं
कलाश्रं च द्व्यश्रं गतवति नमस्ते गिरिसुते ! ॥१९॥

چوتُس دلہ کملہ منز نیرتھ شٹھ دلس ترکونس منز ساڑھ تری وار سرپاکار
اوٗزملہ چمک زن ساسہ بدسر یہ زن شکھتی کنڈلنی تنتی ژه چمکان
شٹھ دلہ ژٹھتھ دشہ دلہ پتہ دوادشہ دل پتہ شوڈشہ دلہ پیٹھ چھی نیران
دودلہ منزه دراچھہ تس کنڈلنئ ہی گرجی چھُس تتھ سروپس نمسکار کران

कुलं केचित्प्राहु-र्वपुर् कुल मन्ये तव बुधाः
परे तत्संभेदं समभिदधते कौल मपरे ।
चतुर्णा मप्येषा मुपरि किमपि प्राहु रपरे
महामाये ! तत्वं तव कथ ममी निश्चिनुमहे ॥२०॥

کینہہ گیانی ونان چھ ۳۶ تتو روپ کینہہ گیانی ونان ژه پرمہ شیو روپ
کینہہ ونان چھئی ژه موج شیو شکھتی روپ کینہہ ونان امرکھوتہ تھد چھو چون روپ
کینہہ ونان تھده کھوتہ تھد کوستانیہ سروپ ہی جہا مائی کتھ پاٹھ نشچے
بنہ اسہ کوسنا چھو چون موج سروپ

षडध्वारण्यानीं प्रलय रविकोटि प्रतिरुचा
रुचा भस्मी कृत्य स्वपद कमल प्रह्व शिरसाम् ।
वितन्वानः शैवं किमपि वपु रिन्दीवर रुचिः
कुचाभ्या मानम्रः शिव पुरुषकारो विजयते ॥२१॥

شہ وتی سُس جنگل پرلئے کالس پیٹھ کرور دفتی سُس ژه پرزلان
پننن بھکتن بیم چانن چرنن پیٹھ تھوان مستک چھک تمن رچھان
شیو سنز کوستانیہ سروپ ژه دفتی سس گیان کریا تنہ باری نمتھ ژه شو بھان

شیوسُندر پورشہ کا یہ چھک موج ژہ آسونیہ    تتھ شکھتی روپس ژی نمسکار کران

प्रियङ्गु श्यामाङ्गी कुरुण तरवासः किसलयां
समुन्मीलन्मुक्ता फल बहुल नेपथ्य कुसुमाम् ।
स्तन द्वन्द्व स्फार स्तबक नमितां कल्पलतिकां
सकृद् ध्यायन्त स्त्वां दधति शिव चिन्तामणि पदम् ॥१२॥

ینگہ پوشہ پاٹھ شامہ سُندر شریرس    سرخ وستر چھک ژہ دارانی
پھولمتہ مختہ بیہ پوشہ لباسہ سیس    تنہ بار نمتھی ژہ شوبھانی
ہی دیوی چھک ژہ کلپہ تہر آسونیہ    یُس اکہ لٹہ چون دھیان دارانی
سوی شیو روپی چنتامن زتن    چانی دیاے کن چھو پراوانی

प्रकाशानन्दाभ्या मविदितचरीं मध्य पदवीं
प्रविश्यैतद् द्वन्द्वं रवि शशि समाख्यं कवलयन् ।
प्रविश्योर्ध्वे नादं लय दहन भस्मीकृत कुलः
प्रसादात्ते जन्तुः शिव मकुल मम्ब प्रविशति ॥१३॥

گیان کن کرپای کن فیرتھ سوسمنا    اندر اژرت دو شیونی گراس کران
اُردہ ناوس اژرت چت ویمرشہ اگن کن    سارنی چکرن بھسم چھ کران
تمہ پتہ چانی انوگرہ کن سادھک    اونا شہ شیو پدس پیٹھ چھو واتان

षडाधारावर्तै रपरिमित मन्त्रोर्मि पटलैः-
श्चलन्मुद्रा फेनै र्बहुविध लसद् दैवत झषैः ।
क्रम स्रोतोभि स्त्वं वहसि परनादामृत नदीं
भवानि ! प्रत्यग्रा शिव चिदमृताब्धि प्रणयिनी ॥१४॥

6 چکرہ آولنہ نشہ منتر ملکو نشہ    مُدرراے کفہ نشہ یلہ ژہ نیران
کرم روپہ گاڈو نشہ کرمکہ دریاو نشہ    پرہ ناو امرتہ روپیہ یلہ چھک وسان
ہی اموج واتان چھک نوس دریاوس    شیو روپہ چت سدرس منتر ژہ روزان

महीपाथो वह्नि श्वसन वियदात्मेन्दु रविभि
र्वपुर्भि ग्रस्तांशै रपि तव कियान् म्ब ! महिमा ।
अमून्या लोचयन्ते भगवति न कुत्राप्यणुतरा-

मूलस्थां आम्नानि त्वयि तु परम व्योम वपुषि ॥१५॥

پرتھوی جل اگن وایو تہ آکاشس    سر بہ چیندرمہ بیہ جیو آتما
اشٹو کن بنا وست چھی تہ پانسے    کوتاہ چھو موج بوانی چون ہما
چانس پرمہ آکاشکس سروپس    منز چھنہ یم تی کونی وجودس ایوان

मनुष्यास्तिर्यञ्चो मरुत इति लोकत्रयमिदं
भवाम्भोधौ मग्नं त्रिगुण लहरी कोटि लुठितम्।
कटाक्षश्चेदत्र क्वचन तव मातः करुणया
शरीरी सद्योऽयं व्रजति परमानन्द-तनुताम् ॥१६॥

منشس چاروائی تہ دیو تریلوکی    سمسار سندرس منز چھی پھٹمت
کروڑ بیرہ ست رج تمہ لہرن منز    ۳ گن ملکن منز ڈوکہ چھی گیمت
یدو سے یمن منز بنہ کینسی چون کٹاکھ    ہی ماتا سوزلو ادہ چھو واتان
پرمہ آنندکس سروپس سو جلد ی    پرمہ پد دیلسے چانی کن چھو پراوان

कला प्रज्ञा माद्यां समय मनुभूतिं समरसां
गुरुं पारम्पर्यं विनय मुपदेशं शिवकथाम्।
प्रमाणं निर्वाणं परम मतिभूतं परगुहां
विधिं विद्यामाहुः सकल-जननीमेव मुनयः ॥१७॥

ہی جگت ماتا منیشور چھی زئی وَنان    کریا بدھ آد انوبو سمتا
گورہ پرم پراونی اپدیش شو کتھا    پرمان نرمان پرتیکھ تہ اتمان
دھسہ گیان مریادا تہز بیہ ودیا شکھتی    جگت ماتا چانی سروپ چھی یم ونان

प्रलीने शब्दौघे तदनुविरते बिन्दु विभवे
ततस्तत्त्वे चाष्टध्वनिभिरनुपाधिन्युपरते।
श्रिते शाक्ते पर्वण्यनु कलिते चिन्मात्रगहनां
स्वसंवित्तिं योगी रसायति शिवाख्यां परतनुम् ॥१८॥

شبد سموہ روکاو تھپتہ بندہ وبھوگا لتھ    لشٹھ گیان چت آکاشس منز لین کرتھ
توس پتھ آتمہ سروپس اوپادھی رستس    نادہ روپہ پرہ امرتس منز روکا وتھ
شاکھتی بار کک آشریہ چھی یم رٹان    چتن ماتر کہ ہسہ تم ومرشس کران
سابھاوک شو سروپس تم پراوان    تھدس شو سروپس تم سواد کران

परानन्दाकारां निरवधि शिवैश्वर्य वपुषं

निराकार ज्ञान प्रकृति मुनवच्छिन्न करुणाम् ।
सवित्रीं लोकानां निरतिशय धामास्पद पदं।
भत्रो वा मोक्षो वा भवतु भवतीमेव भजताम् ॥१९॥

حدہ روس پرمہ آنند رُوپہ چون دھیان
نر وکار گیانہ روسہ حدہ روس دیا روپہ
تس برابر نئی چھئے مو کھریا سمسار

شیو ایشوری روپہ یس ماتان
جیو پیدہ کرڈُن یس تہ ماتان
یُس کُنی روپہ چانی سیوا کران

जगत्काये कृत्वा समपि हृदये तच्च पुरुषे
पुमांसं बिन्दुस्थं तमपि पर नादाख्य गहने ।
तदेष ज्ञानाख्ये तदपि परमानन्द विभवे
महा व्योमाकारे त्वदनुभवशीलो विजयते ॥२०॥

جگت کایاے منز چھک ہردیہ تہ آسوینہ
آتمہ پرشس منز بندو ٹھیکت
نادس منز گیان روپ چون آسوتھ
ہی جگت ماتا جیئے کار تمنئی

ہردیس منز چھک آتمہ دیو روپ
بندس منز چھک پرہ ناد روپ
گیانس منز پرمانند وبھو روپ
یم کرن چون انوبو مہاکاشہ روپ

विद्ये विद्ये वेद्ये विविध समये वेद जननि
विचित्रे विश्वाद्ये विनयसुलभे वेद गुलिके ।
शिवाज्ञे शीलस्थे शिव पदवदान्ये शिवनिधे
शिवे मातर्मह्यं त्वयि वितर भक्तिं निरुपमाम् ॥२१॥

ہی کریاشکھتی گیان شکھتی وودھ
ہی وچتر روپی چھک تہ جگتچ آد
شیو اگنیائے ہنز تہ عمی سبھاو روپی
شکھ کوی خزانہ چھک آسونیہ تہ ہی گنج

سد انتہ آچار روپ ہی وید ماتا
ونئے کن تہ پراونی تہ ویدچ سار
شیو پد دیوان تہ ہی ماتا
بے حد بھکتی دیتہ مے ہی ماتا

विधे मुण्डं हृत्वा यदकुरुत पात्रं करतले
हरिं शूलप्रोतं यदगमय दंसाऽऽभरणताम् ।
अलंचक्रे कण्ठं यदपि गरलेनाम्ब! गिरिश:
शिवस्थाया: शक्ते स्तदिदमखिलं ते विलसितम् ॥२२॥

برہما سند کلہ الگ کرتھ تتھ کلس
پننے فیکی کوٗی بناوٗن زیور
سخت کھوتر سختی زہر کن تمہٕ شیون
شوس پٹھ ٹھیکیچہ امی شکھتی ہند

پننے انتھک پاتر بناوتھ
نارائن تہ شوٗلس پٹھ اوٗرتھ
ھوٗنہ لیٛس پننوی شو بھراون
ئی سوروی چوٗنئی ولاس چھو آسوٗن

विरिञ्च्याख्या मातः! सृजसि हरिसंज्ञा त्वमवसि
त्रिलोकीं रुद्राख्या हरसि विदधासीश्वर दशाम्।
भवन्ती सादाख्या शिवयसि च पाशौघ दलिनी
त्वमेवैकाऽनेका भवसि कृत भेदे गिरिसुते ॥२३॥

برہما ناوہ کن کران پیدہ ترلوکی
رودرہ ناوہ کن ژئی چھک کران سمہار
سداشیو ناوہ کن جگتس دیوان مکھ
ہی ہمالہ پُتری جئ کونی آستھ

نارایبہ ناوہ کن چھک ژہ تتھ رچھان
ایشر دشا چھک ژی داوان
پاشن ہند سموہ ژی گالان
بیوٗن بیوٗن کامیوکن اییک ژہ یاسان

मुनीनां चेतोभिः प्रमृदित कषायै रपि मनाक्
अशक्ये संस्पृष्टुं चकित चकितै रम्ब सततम्।
श्रुतीनां मूर्धानः प्रकृति कठिनाः कोमलतरे
कथं ते विन्दन्ते पद किसलये पार्वति! पदम् ॥२४॥

ہی ماتا یم منیشور چھی منہ کیوٗ
تم تی خوچ خوچ موج چانن پادن
اوٗپہ نشدھ سبھاوٕکن کٹھن پاٹھی تم

گامیتو دوٗشوسس آسوٗ تی
سپرش کرنس پیٹھ چھئی نہ ھیکون
چانن چرن کملن ہنزہ جائے پراون

तड़िद्वल्लीं नित्या मृत सरितं पार रहितां
मलोत्तीर्णां ज्योत्स्नां प्रकृति सगुणग्रन्थि गहनाम्।
गिरां दूरां विद्या मविनत कुचां विश्व जननी-
मपर्यन्तां लक्ष्मीऽमभिदधति सन्तो भगवतीम् ॥२५॥

اوٗزملہ روپ اپار امرت ندی روپ
وانی نشہ دور ژی تہنز ودیا سروپ
چھئی وناں ست زن ہی دیوی چانی

نرملہ چند رمہ ترگنٕ روپ
گیان کریا تنو نمتھ جگت ماتا روپ
یم روپ تہ بیہ اننتہ لچھمی روپ

शरीरं क्षित्यम्भः प्रभृति रचितं केवल मिदं -

सुखं दुःखं चायं कलयति पुमांश्चेतन इति ।
स्फुटं जानानोऽपि प्रभवति न देही रहयितुं
शरीराऽहंकारं तव समय बाह्यो गिरिसुते ! ॥२६॥

پرتھوی جل اگن وایو تہ آکاش چھوی ین پانچہ یوتن شریر بنان
شکھ دکھ امیو زانان پور شر چیتن نمود پاٹھ جیوا مھوک انوبر کران
ہی ہمالہ پتری شریرک اہنکار چھونہ جیو چانی انوگرہ وس تراوان

पिता माता भ्राता सुहृदनुचरः सद्म गृहिणी
वपुः पुत्रो मित्रं धनमपि यदा मां विजहति ।
तदा मे भिन्दाना सपदि भय मोहान्धतमसं
महाज्योत्स्ने ! मात भव करुणया सन्निधिकरी ॥२७॥

موُل ماجی بھائی بند نوکر تہ گرھنی شریر پتر متر گھرہ بیہ دھن
یمی وقتہ تراونم تمی وقتہ بھئے موہ اندکارس چلہ جلد چوُنی ین
مہا پرکاشہ روپہ بنتھ دیائے کن ماجی نزدیک ٹھہرت شنکھ مہ ین

सुता दक्षस्यादौ किल सकल मात स्त्व मुदभूः
स दोषं तं हित्वा तदनु गिरिराजस्य तनया ।
अनाद्यन्ता शम्भोऽरपृथगपि शक्ति भगवती
विवाहाज्जयासीत्यहह चरितं वेत्ति तव कः ॥२८॥

ہی جگت ماتا گوڈہ ینتھ آسکھ دکھی پرجاپتہ منز ژی کماری
دوشہ کن چھنتن سوئی ژی تراوتھ پتہ نیکھ ژی ہمالہ پتری
آد انتہ رستتس لس فیوس لشہ چھکنہ زاہ تہ بیوتن ہی شکھتی بھگونی
دواہ روسہ ور دارتھن ژہ شنکرہ تم چانی چرتر کوس زانہی

कणास्त्वद्दीप्तीनां रवि शशि कृशानु प्रभृतयः
परंब्रह्म क्षुद्रं तव नियत मानन्द कणिका ।
शिवादि क्षित्यन्तं त्रिवलय तनोः सर्व मुदरे
तवास्ते भक्तस्य स्फुरसि हृदि चित्रं भगवति ॥२९॥

ہی دیوی سرییہ چندرمہ بیہ اگن چانی دفتی ہمنز چھی اکھ ترمیرا
پرم برہم چھوی چانی نتہ آنند منزہ آسوُن چھوی اکھ لوکٹ ہشہ لشہ

شوناتھ سندی پیٹھ پرتھوی تُلس تانیہ — سارنی ژہ کنڈلنی روپہ روزان
آشچر چھو ملج چون بھکتن چھک چھیی — ہردیس منتر پرکٹ پاٹھ چمکان

त्वया यो जानीते रचयति भवत्यैव सततं
त्वदैवेच्छत्यम्ब त्वमसि निखिला यस्य तनव: ।
गता साम्यं शम्भु र्वहति परमं व्योम भवती
तथाप्येवं हित्वा विहरति शिवस्येति किमिदम् ॥ ३०॥

چانی کن زانان چانی کن یچھان سوی — چانی کن سوشیو جگت پھوی بناوان
زنی چھک تس سروپ چانی کن چھوی — سوی سوامہ بہاوس پیٹھ واتان
یلہ تراوان ژہ موج تلہ چانس پرمہ — آکاشس منتر لین سپدان

पुर: पश्चादन्त र्बहि रपरिमेयं परिमितं
परं स्थूलं सूक्ष्मं सकुल मकुलं गुह्य मगुह्यम् ।
दवीयो नेदीय: सद सदिति विश्वं भगवतीं
सदा पश्यन्त्याज्ञां वहसि भुवन क्षोभ जननीम् ॥३१॥

برونٹھ پتہ اندرہ نبرہ لوک بڈ موٹہ سکہم — شیو روپ تھی روپ گفتہ نود روپ
دور نزدیک ست است روپ لیس جگت — تتھ سرشٹی تھت سمہار چھی کرونی
جگتچ آگنیا کار ژہ زانہ ایوان

मयूखा: पूष्णीव ज्वलन इव तद्दीप्ति कणिका:
पयोधौ कल्लोल प्रतिहित महिम्नीव पृषत: ।
उदेत्योदेत्यम्ब त्वयि सह निजै स्सात्त्विक कुलै-
र्भजन्ते तत्त्वौघा: प्रशम मनुकल्पं परवशा: ॥३२॥

سیریہ سند کرن زن اگنیچہ تمبری زن — سمندرن ملکن لہرہ پانیہ چھکہ زن
تتھے پاٹھ شو پیٹھ پرتھوی تولس تانیہ — پرتھر کلیانتس اوتھاوتھ لئے سپدان

विधु र्विष्णु र्ब्रह्मा प्रकृति रणु रात्मा दिनकर:
स्वभावो जैनेन्द्र सुगत मुनि राकाश मनिल: ।
शिव: शक्ति श्चेति श्रुति विषयतां तामुपगतां
विकल्पै रेभि स्त्वाम् अभिदधति सन्तो भगवतीम् ॥ ३३॥

چندرمہ وشنو برہما بیہ سریہ — مایا سبھاوت جیو تہ آتما
آکاش وایو شو شکتی یم تاو — بھیدکن ویدکن پیٹھ یم واتان
ست جن یمو ناوکن بن بن — ہی موج بوانی جی چھی سموان

प्रविश्य स्वं मार्गं सहज दयया देशिक दृशा
षडध्व ध्वान्तौघ च्छिदुर गणनातीत करुणाम् ।

